# موسیٰ سنز گُڈنچ کتاب

## پیدائش

## ۱ باب

در ابتدا کُر خُدایَن آسمان تہ زمین پیدہ (۲) تہ زمین آس وَیران تہ خالی تہ سَنزِس پٹھ آس اَنگٹہ تہ خُدایہ سُند رُوح اُوس آبَس پیٹھ حرکت کران (۳) تہ خُدایَن دُپ گاش سَپنِن تہ گاش سَپُن (۴) تہ خُدایَن وُچھ گاش زِ رُت چُھہ تہ خُدایَن کُر گاش اَنگٹہِ نِشہِ بیُن (۵) تہ خُدایَن دُپ گاشَس دُہ تہ اَنگٹہِ دُپُن رات تہ شام سَپُن تہ صُبح سَپُن اَک دُہ ✤

(۶) تہ خُدایَن دُپ زِ آبَس منز آسِن فضا تہ آبَن کرِن آبہ نِشہِ بیُن (۷) توَہ پتہ بنوو خُدایَن فضا تہ فضہک بُنیم آب کرِن فضہکہِ پٹھِمہِ آبہ نِشہِ بیُن تہ یِتھی پاٹھ سَپُن (۸) تہ خُدایَن

دُپ فضبہس آسمان تہ شام سپُن تہ صبح سپُن دُیم دُہ +
(۹) تہ خُداین دُپ زِہ آسمانہ تلہ کُنیک آب سمِن اکس
جایہ تہ ہچھر ییِن ورِنہ تہ ییتھی پاٹھ سپُن (۱۰) تہ خُداین دُپ
ہچھرِس زمین تہ سمِیمتِس آبس دُپُن سمندر تہ خُداین وُچھ زِہ
رُت چھُہ (۱۱) تہ خُداین دُپ زِہ زمینس کھیِن گاسہ تہ سِن بیمز
منز بیوُل چھُہ تہ میوہ دار کُلِ یِم پننہِ پننہِ جِنسہ موافق میوہ دِوان
چھِہ یِم زمینس پیٹھِہ پانس اندر بیوُل چھِہ تھوان تہ ییتھی پاٹھ
سپُن (۱۲) توہ پتہ کھُت زمینس گاسہ تہ سِنِ یِم پننہِ پننہِ جنسہ
موافق بیوُل چھِہ تھوان تہ کُلِ یِم میوہ چھِہ دِوان یِہند بیالِ
تیھندِہ جنسہ موافق تمِن اندر چھِہ تہ خُداین وُچھ زِہ رُت چھُہ
(۱۳) تہ شام سپُن تہ صبح سپُن تریم دُہ +
(۱۴) تہ خُداین دُپ آسمانکِس فضہس اندر آسِن نیّر زِہ
دُہس تہ راتِ اندر کرِن فرق تہ تِم آسن نِشانن تہ وقتن تہ
دُہن تہ ورین ہُند باعث (۱۵) تہ تِم آسن آسمانکِس فضہس اندر
گورہ خاطرِ زِہ زمینس دِن گاش تہ ییتھی پاٹھ سپُن (۱۶) تہ خُداین
بناوِ زِہ بڈ نور اکھ بڈ نور ییُس دُہس پیٹھ حکومت کرِہ تہ اکھ
لکُٹ نور ییُس راتِ پیٹھ حکومت کرِہ تہ تارک تہِ بناوِن (۱۷) تہ

خُدایَن تھوٗ تِم آسمانکِس فَضہَس اَندر زِ زمینَس وِن گاش (۱۸) تہٕ
دُہَس تہٕ راچ پٮ۪ٹھ کَرَن حکُومت تہٕ گاشَس کَرَن اَنگُنہٕ نِشہِ بیٛوٗن
تہٕ خُدایَن وُچھ زِ رُت چھُ (۱۹) تہٕ شام سپُن تہٕ صُبح سپُن
چوٗرِیُم دۄہ ✣

(۲۰) تہٕ خُدایَن دُپ آبہٕ اَندرٕ سپَنِن حرکت کَرَنوٲلۍ جاندار
بہٕ کثرت موجود تہٕ پَرِندہٕ وُپھَن زمینَس پٮ۪ٹھ آسمانکِس فضہَس اَندر
(۲۱) تہٕ خُدایَن کٔرِ بٔڈِ بٔڈِ دریاییٚ جاندار تہٕ پرٛت قِسمکۍ حرکت
کَرَنوٲلۍ جاندار پیدہٕ یِم آبہٕ اَندرٕ بہٕ کثرت موجود آسِ سپنِمتۍ تِہنٛدِ
جِنسہٕ موافق تہٕ پرٛت قِسمکۍ پَرِندہٕ تِہنٛدِ جِنسہٕ موافق تہٕ خُدایَن
وُچھ زِ رُت چھُ (۲۲) تہٕ خُدایَن دُپ برکت دِت تِمَن زِ پھلِو
تہٕ بٔڑِو تہٕ سمنٛدرُک آب کَرِو مالامال تہٕ پَرِندہٕ سپَنِن زمینَس پٮ۪ٹھ
سیٹھہٕ (۲۳) تہٕ شام سپُن تہٕ صُبح سپُن پٲنٛچیُم دۄہ ✣

(۲۴) تہٕ خُدایَن دُپ زِ زمین کَرِن جاندار تِہنٛدِ جِنسہٕ موافق
چارٕ وٲیۍ تہٕ کِم کرٛیل تہٕ جنگلی جانوَر تِہنٛدِ جِنسہٕ موافق پیدہٕ تہٕ
یتھۍ پٲٹھۍ سپُن (۲۵) تہٕ خُدایَن بنٲوِ جنگلی جانوَر تِہنٛدِ جِنسہٕ موافق
تہٕ چارٕ وٲیۍ تِہنٛدِ جِنسہٕ موافق تہٕ زمینُک پرٛت کیٛم کرٛیل تِہنٛدِ
جِنسہٕ موافق تہٕ خُدایَن وُچھ زِ رُت چھُ (۲۶) تۄہٕ پتہٕ دُپ خُدایَن

اُسِ بناوُون اِنسان پَننہِ صُورَچ تہ پانس ہیُو زہ تِم کرن سَمندرچن
گاڈن پیٹھ تہ آسمانکین پرندن پیٹھ تہ چاروائین پیٹھ تہ ساریسی
زمینس پیٹھ تہ سارِنی کِمن کرِیلن پیٹھ یِم زمینس پیٹھ چھِ حرکت
کران سرداری (۲۷) تہ خُدایَن کُر اِنسان پَننہِ صُورَچ پیٹھ پیدہ
خُدایہ سَنزِ صُورَچ پیٹھ کُرُن پیدہ نر تہ مادہ کرِن تِم پیدہ (۲۸)
تہ خُدایَن وِچ تِمن برکت تہ خُدایَن دُیُک زہ لوُد تہ بڈو تہ زمین
گرِیون آباد تہ شہ تھوِیون اختیارس اندر تہ سَمندرچن گاڈن پیٹھ
تہ آسمانکین پرندن پیٹھ تہ پرِت جاندارس پیٹھ یِم زمینس پیٹھ
چھِہ پکان سرداری کرِو (۲۹) تہ خُدایَن دُپ زہ وُچھِو بہ چھُس وہ پرِت
بیالِ دار ہِن یِم ساریسی رویِ زمینس پیٹھ چھِہ تہ پرِت کُنھ کُل
ییتھ اندر بیالِ دار میوہ چھِہ تِہ دِوان تہ یہ آسوہ کھینہ خاطرہ
(۳۰) تہ زمینکین سارِنی حیوانن تہ آسمانکین سارِنی پرندن تہ
سارِنی یِم زمینس پیٹھ چھِہ حرکت کران یِمَن اندر زُو چھِہ پرِت
طرِچ سبزی چھُس کھینہ خاطرہ دِوان تہ ییتھی آیہ سپُن (۳۱)
تہ خُدایَن کُر ساریسی پیٹھ پہ تِم بنُو نظر تہ وُچھُن زہ سیٹھہ
رُت چھُہ تہ شام سپُن تہ صُبح سپُن شیُم دُہ +

# باب ۲

ته آسمان ته زمین ته تمن هُنز ساری آبادی سپن تیار (۲)
ته خُدایَن کَر ستیمهِ دُہہ پننِ کام یسه کران اوس پور ته ستیمهِ دُہہ
لُبُن پننو ساروی کامو نشهِ یمه کران اوس مُکجار (۳) ته خُدایَن کَر
ستیم دُہ مُبارک ته سُه ٹُھہرُوون مُقدس یمهِ خاطرہ زِه تم لُب
پننهِ ساری کامه نشهِ یسه تم کَرمِچ ته بناوِمچ آس تمی دُہہ مُکجار
(۴) یہ چھ آسمانکهِ ته زمینکهِ پیدٕ سپننگ بیان یلهِ تم
پیدٕ سپنِ یمهِ دُہہ خُداوند خُدایَن زمین ته آسمان بنوو (۵) ته
کُنه سبزی میدانچ آسِ نه وُنهِ زمینس پیٹھ ته کُنه گاسه میدانک
اوسنه وُنهِ کُھتمُت تکیازِه خُداوند خُدایَن اوس نه زمینس پیٹھ
رُود تروومُت ته آدم اوس نه زِه زمینچ لاگنی گرہہ (۶) ته زمینه
پیٹھهٕ اوس بُخار وُنھان ته سارِیی رُوِی زمینس اوس سیراب گران
(۷) ته خُداوند خُدایَن بنوو آدم زمینچهِ مِچهِ نشهِ ته تہندِن نکوارِن
اندر دِتُن زندگیهِ ہُند ہہ ته آدم سپُن زندہ زُو (۸) ته خُداوند
خُدایَن کَر عدنس اندر مشرقکِن اَک باغه ته آدم یُس بنوومُت
اُوسُن تَتِ تھوُون (۹) ته خُداوند خُدایَن کھور پرت کنه کُل یُس

وچھنس اندر خوشنما تہ کھینس اندر رت اوس تہ باغس منز باگ
حیاتک کُل تہ نیک تہ بد پرزناونک کُل زمینہ اندرہ (۱۰) تہ
عدنہ اندرہ دراو اک کُلہ باغس آب واتناونہ خاطرہ تہ تتہ آگرنہ
بیت سپنس چور لنجہ (۱۱) گوڈنچہ ہند ناو چھہ فیسون یسہ حویلس
سارسی زمینس چھہ واتان تتہ چھہ سن آسان (۱۲) تمہ زمینک
سن چھہ رت تہ تتہ چھہ مختہ تہ بلور تہ (۱۳) تہ دویمہ کلہ ہند ناو
چھہ جیحون یسہ کوشکس سارسی زمینس چھہ واتان (۱۴) تہ تریمہ
کلہ ہند ناو چھہ دجلہ یسہ اسورکہ بوٹھکن چھہ پکان تہ چوریمہ کلہ
ہند ناو چھہ فرات (۱۵) تہ خداوند خداین تھو آدم عدنکس باغس
اندر نیت زہ تمیچ باغوانی تہ راچھ کرہ (۱۶) تہ خداوند خداین وون
آدمس حکم دت زہ چہ آس باغکہ پرت کلیک میوہ کھوان (۱۷)
لیکن نیک تہ بد پرزناونکہ کلہ اندرہ کھیزہ نہ تکیازہ یمہ دوہہ چہ
تمہ اندرہ کھیک چہ مرک ضرور ✤
(۱۸) تہ خداوند خداین دوپ جان چھنہ زہ آدم روزہ کنی
زن بہ بناون تہندہ خاطرہ اک مددگارہ تس ہیئہ (۱۹) تہ خداوند
خداین وانگو میدانک پرت کنہہ حیوان تہ آسمانک پرت پرندہ زمینہ
نشہ بناوت آدمس نش یتھہ وچھہ زہ سہ کیہ ناو تھوک تہ یہ

آدمن پرت کانسہِ جانورس دپ تِ رودس ناو (۲۰) تہ آدمن تھو
سارِنی چارروایَن تہ آسمانکن پرندن تہ پرت جنگلی جانورس ناو
لیکن آدمن لُب نہ کنہ رفیقہ پانس ہیُہ (۲۱) تہ خداوند خُدایَن
سوز آدمس گُب نیندر زِہ سُہ شُنگ تہ تمِ کڈ تہنزِو لرکانِو اندرہ
اک لرکانِ تہ تتھ بدلہ برِتھ ماز (۲۲) تہ خداوند خُدایَن اَنِ
تتھ لرکانہِ یُسہ آدمس کڈمِچ آسن اک زنانہ بناوِت تس نِش
(۲۳) تہ آدمن ووَن زِہ وُنِ یہِ میانِو اڈِجو اندرہ اڈِج تہ میانہِ
ماز اندرہ ماز آسِ یِیہ زنِ ونَنہ زنانہ ہِکیانِہ ریتِنِس نِشہِ آیہ
کڈنہ (۲۴) اَدِی خاطرہ تراوِہ مہنِو ینِس مالِس ماجہِ تہ پنَنہِ آشنہ
سیت روزِہ میلِت تہ تمِ سپنن یکتن (۲۵) تہ تمِ دُنوِی آدم
تہ تمِنز آشِن آسِ ننِتھمنِ تہ مندچھان آسِ نہ +

# ۳ باب

تہ سرُف اوس میدانکو سارِوی حیوانو اندرہ یِم خداوند خُدایَن
آسِن بناوِمتِ ہُشیار تہ تمِ ووَن زنانہِ کیُہ یہِ چھا پُز زِہ خُدایَن
دُپ باغکو پرت کُلِہ اندرہ مہ کھیِو (۲) زنانہِ دُپ سرفس زِہ
باغکِن کُلن ہند میوہ چھِہ آسِ کھیوان (۳) مگر تہمہِ کُلیک میوہ

یُس باغَس مَنز باگ چھُہ خُدایَن دُپ اَمہِ اَندرٕ مَہ کھیِو تہٕ نَہ
مَہ لاگیُوس اَتھہٕ یُتھ نَہ زِہ مَرِو (۴) تَوہ پَتہٕ دُپ سَرفَن زنانہِ تہٕ
مَرِو نَہ زہ (۵) بَلکہِ خُدا چھُہ زانان زِہ یَمہِ دُہہٕ اَمہِ اَندرٕ کھیِو
اَچھہِ ہیُوٕہ مُچِرنَہ تہٕ تُہہِ سَپنِو خُدایہِ سَندِ پاٹھہ رُت تہٕ یچھ پرزناوُن
(۶) تہٕ زنانہِ بُلہِ وُچھ زِہ بِہِ کُل چھُہ کھینَس اَندر رُت تہٕ وُچھنَس
اَندر خُوشنما تہٕ عقل بخشنَس کُیت جان تُمکہِ میوٕہ اَندرٕ نیُون
تہٕ کھیُون تہٕ پَنَنِس رِینِس تِہِ دُتُن تہٕ تِم کھیِو (۷) تانِ آیک
دُنوَنِ اَچھہِ مُچِرنَہ تہٕ زُونُک زِہ اَسِ چھِہ نِنتھَنِ تہٕ تِموٕ بَناوِہ
اِنجیرہ پَتنہٕ وتھر سُوت لَنگُوٹہِ پَننِہ خاطرٕ (۸) تہٕ تِموٕ بُوز خُداوَند
خُدایہِ سَنز آواز یُلہِ سُہ شُہُل پھیرنَہ وِزِہ باغَس اَندر پَکان اوس
تہٕ آدمَن تہٕ تہٕہنزِہ آشنِہ تھُو پَنُن پان خُداوند خُدائِس بُونٹھہ کَنہِ
باغکِنِ گُلِن اَندر کھٹِیت (۹) تہٕ خُداوند خُدایَن دِیُت آدمَس ناد
تہٕ دُپنَس چہٕ کَتِہ چھُہک (۱۰) تہٕ تِم دُپُس باغہٕ اَندرٕ بُوزِم چانِ
آواز تہٕ کھُوچِس تکیازِہ بہٕ چھُس نِنتھَن تہٕ پَنُن پان مُتھُوم
کھٹِیت (۱۱) تہٕ تِم دُپُس چہٕ کَمِ زانِرووُک زِہ نِنتھَن چھُہک کیہ
تَمہِ کُلہِ اَندرٕ کھیُوتہٕ یَمہِ بابَت حُکم کُرمَی زِہ اَمہِ اَندرٕ مَہ
کِھہ (۱۲) آدمَن دُپُس یَمہِ زنانہِ یِسہٕ چہٕ تھوتھَن مہٕ سیِت اَمہِ

کُلہِ اندرہ دِیتُم تہ مےٚ کھیو (۱۳) تَوٕ وَنُن خُداوند خُدایَن زنانہِ
ہیٚ کیہٕ کُرُت چیہِ زنانہِ دُپ سَرفن دِتُم فریب تہ مےٚ کھیو (۱۴)
تہ خُداوَند خُدایَن دُپ سَرفس یمہٕ خاطرٕ زہ چیہِ کُرُت ہیٚ چیہ
چھُک ساریَن حیوانَن تہ میدانکن سارِنی چاروایَن اندر ملعون تہ
چیہ پَکِک یِڑ سیٖت تہ ساریِٕ عُمرِ کھیک سِچ (۱۵) تہ بہٕ ترٛاوہ
چیہ تہ زنانہِ اندر تہ چانِس تہ تسندِس نسلس اندر دُشمنی سُہ
پھیٖٹی چیہِ کلہ تہ چیہ دِہس کھُورِہ ٹھُپ (۱۶) تہ زنانہِ دُپُن بہٕ
ہُرِاوی چُون غم تہ چانِ پیٖن تہ دَود کرِت زِنی شُر تہ پَنُنِس
رَہنِس کُن آسِی چیہِ شَوق تہ سُہ کرِہ چیہ پیٹھ حکومت (۱۷) تہ
آدمس دُپُن یمہٕ خاطرٕ زہ چیہِ بوزِت پَننہِ آشنہِ ہُنز کتھ تہ تمہِ کُلہِ اندرہ
کھیوت یمہٕ بابت حُکم کرمَس زِ امہِ اندرہ کھیزِہ نہ زمیٖن سپنِ چانہِ
سببہٕ لعنتی تہ تکلیفہٕ سان کھیک چیہ پَننہِ ساریِٕ عُمرِ امہِ اندرہ
(۱۸) تہ سُہ کھارِہ چانہِ خاطرٕ کنڈِ تہ کنٛڈِج تہ لاگنیہِ ہُنز بیٖج کھیک چیہ
(۱۹) تہ پَننِس بتھِس گمہٕ سیٖت کھیک چُٹ یتانِ نہ بیہِ زمیٖنس اندر
گَچھک آوی زِہ چیہ چھک تمہِ اندرہ کڈنہٕ آمُت زِہ چیہ چھک مِیچ تہ
بیہِ گَچھک مِیچہِ اندر (۲۰) تہ آدمن تھو پَننہِ آشنہِ ناو حوا اَمہِ خاطرٕ زہ سُہ
چھیہِ سارِنی زِندن ہُنز ماج (۲۱) تہ خُداوند خُدایَن بناوہ آدمس تہ

تہنزہ آشنہ ہندہ خاطرہ والوہ کرننہ تہ تمن چھنن نال ✣
(۲۲) تہ خداوند خدایَن وُن وچھو زہ انسان سپُن نیک
تہ بد پرزناونس اندر اسہ اندرہ اکس ہیُہ تہ تھہ مہ آسِن
وُنِ زہ ہتن اتھہ زیٹھہراوہ تہ حیاتکہ کُلہ اندرہ تہ نیہ کینہ تہ
کھیہ تہ ہمیشہ روزہ زندہ (۲۳) تَوے سوز خداوند خدایَن سُہ
عدنکہ باغہ اندرہ نیبر یتھہ زمینہ ہنز لاگنی کرہ یمہ اندرہ سُہ کڈنہ
اُوس آمُت (۲۴) چنانچہ تمہ کڈ آدم نیبر تہ عدنکہ باغکہ مشرقکن
کرن کروبیم مقرر تہ رہ شمشیرہ ہنز ییہ چشون طرفن آس پھیران
زہ حیاتکہ کُلچہ وتہ ہنز راچھہ کرن ✣

THE

# OLD TESTAMENT

IN THE

KASHMIRI LANGUAGE

کتاب مقدس

یعنی

# پرُون عہدنامہ

توریت تہ زبور تہ صحایف انبیا

کاشرہ زوہ اندر

Vol I

پنجاب بیبل سوسائٹی انارکلی لاہور

۱۸۹۹ء

P. A. B. S. LAHORE.